# پوڑ تے پیڑ



ناجی منور

# پۆز
# تہٕ
# پَرِ

(مثنوی نما طویل نظم)

## ناجی منوّر

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | پۆزتہ پڑ |
| گوڈ چھاپ | : | 2008ء |
| تعداد | : | اکھ ساس |
| شاعر | : | ناجی منور |
| سرورق | : | شہزادہ رفیق |
| کمپوزنگ | : | محمد یوسف میر |
| قیمت | : | Rs.30.00 |

Book Circle
(Printers and Distributors of All Kinds of Islamic Literature and Children's Books)
263-A, Hauz Rani Market, Malviya Nagar, New Delhi – 110 017
Cell : (0) 9212143747, (0) 9212611547


۱ر ناجی منور کاپرن کولگام

۲ر شہزادہ رفیق میمندر شوپیان

۳ر رشید سرشار وانگام کاپرن

۴ر شفی شوق سنی ہائیس سرینگر بٹہ پورہ

# پۆزتہٕ پزٕ

بوز کھے پانا! ژٕ لیکھ اکھ مثنوی
دیوٚ برٛزبن کینژَن گژھی حأصل خوشی

چھُی نہٕ کانٛہہ گونٛہے نہٕ حأصل چھُے ثواب
مُشرٕ أنِس ہاوُن چھُ پانس کُیُتھ عذاب

اوٚن چھُ اوٚن لایُن گژھبس بے وایہِ مُش
شانٛگِ متمن جذبن لگبس یکدم وُتُش

وۆن لُکو دوہدِش ''چھُ دُنیا فاطہ چھاےٚنۍ

راتھ یوس اٚس چاےٚنۍ از سپدے یہِ میاےٚنۍ''

مأل ژےٚ گُن وُچھ نہ مےٚ کانژھا بران

چھُکھ غلط قمت دوہے پانس کران

پیش کش تھاٲوِتھ لُکن جگرٕکۍ کباب

دٕدسہٕ ہۆمرُتھ چوتھ پانس کرٛنجلہِ آب

بود کٕنِتھ ساٲرٕ ے ، ہیٚرٕتھ مٲلۍ بیقلی

شوٗنٹھ ہِش یِتھہٕ گٲنٛز گذٲرٕتھ زندگی

أنہٕ اکھ ژٕ پانہٕ پانس کٔیت ژٕ گر
صورتن پنہٕ نمن ووں پانے تَہہ ژٕ کر

کُلہٕ تہٕ زٔرِ لُکھ أنٕ تہٕ رٔنٕ سأرِی بے حِس
زیُٚن مرُن رٔمن یٕمن ہُنْد کار بَس

دراگ کتیاہ آے، ژالاں گَے تہٕ ژٔلی
داغ ہرگز ژٔلی نہٕ باغس پوش پھۆلی

یۆد کوکر ژۆرِ ے کرٕنی پیٚہ آدمس[1]
توتہٕ گرٕھی آٔسنہٕ تمٔس پھل پھٔلی چندس

[1] چیین چہٕ لُکہٕ کتھہٕ منز

بأر خر تاں گرٛڈِ نہٕ کھیِہ گُن پانہٕ زاہ
أسی مُنش دوراں چھِ توٗ کنُے خاہ مخاہ

آبہٕ بُرا! ڈالہٕ دِی دِی چھکھ پکان
گُس مےٚ ہیوٗ ییتِہ آسہِ شاید چھُی گُمان

مینکنہٕ کتھ پٹھ چھے ژہنگُن شروٗنی شروٗنی مہٕ کر
ییتِہ چھُ کم پانژال پیٚمتی بے حسر
.

وَن وَنکھ یوس کتھ ژٕ یوٚ دوَے وَن دزن
یم پزر آسن مرٕنی جگرس پزن

تلخ کتھِ ہن آسونس لعجس اندر[1]

زنتہٕ مَس پیالاہ بنیومُت چھُ شکر

پۆز چھُ وُنہِ پزنے تہٕ دۆد اکھ عالماہ

صورِ اسرافیلؑ وزنے محشرا

زۆن کھیٚنہِ رہتہٕ وار کھُتی أسی شرٕز بنے

لوکہٕ عرساتک بے معنی گرٕز بنے

سانہِ یتھ وارِ ژۆداپأری دیوٚ متے

وُڈھ زٕ ہأبت ناک بیٚہ اکھ زیوٚ متے

[1] اے با سخن تلخ تبسم خوش است      نشہ دہد شہد چوں گردد شراب (نظیری)

خانہٕ کترٕن گیُنڈ تہٕ یٔڈ لۆب کھینٕ تہٕ چٕن
لۆب أتی جنّت جہنم دفعتن

یچھ ہوِس بأیس وٕٹھ نیو روپیہٕ لچھ
کۆر أتی أچھ گاشہِ نِس بنگلس تہِ گچھ

أسی پٔنٕز تھأوِکھ نٕغ خانٕن منٛز برِکھ
یور کیٛن منٛز ہور کیٛن منٛز بأگرِکھ

یورِ کیٛو أسہِ دۆپ زِ ہورٕکر چھِو مُرو
ہورِ کیٛو یورٕکر وٕنتھ وۆن دَم گُرِو

یور کیٛو گیٛنڈ گیٛنڈ کٔرتھ اَسہِ گیٛنڈ ٹھلن
ہوٚرٕ کیٛو ٹوکہٕ سوٚر کوٚر سانٮ۪ن دِلن

کٔری پنٕز بن ہنٛدی پوٚتی اَسہِ پننہٕ نٮ۪و کھٔٹتھ
سر پرٕستو سأنی سر ترأوِتھ ژٔٹتھ

بے ایمأنی ، رٕشوٕ خوٚنس منٛز بوٚرٕکھ
وَہ ضمیرن ہُنٛد دوٚہے سودا کوٚرٕکھ

ناحقے تَس حوٚرِ ہنٛزِ ہش باش گئے
لوٚکہٕ نظرو کھٮ۪ے سو، زندے لاش گئے

حوٗر اکھ کرتاں بنے أنٔ ہنٛز کوٗلے

نظٔر باوس ناک تھاوِتھ چھُس مُدے

ہر اکھا مالک أمِس حورِ بنیو و

حُسن ڈیشتھ عالمس منٛز فتنہٕ پیو و

لوٗگ چالاکو کٕنُن یاوُن اَسُنٛد

بازرن منٛز ہیوٚت تمو باوُن اَسُند

حُسنہِ سودا ہیتھ اَسُنٛد ترٲوِتھ دُکان

گۓ وٹان دولتھ تہٕ شوہرتھ بے گُمان

نۆٹ ٹِس پٹھ آبہٕ ٹٕ چھِم پٹھ کلس
شام، منزل دوٗر، گُنہٕ ژٕنی چھس بےٚ کس

میانہِ جگرُک دود از تامَتھ نہٕ بۆل
کتھ سنا دِیس سُہ یاون مۆت مےٚ ژۆل

بۄ سرن دِژ ژھٹھ مےٚ اۆش تیوٗ تاہ ہۆرُم
باگہِ کس آیس تہٕ حاصل کیاہ کۆرُم؟

اۆش ہۆرُم وُڈرن تہِ کھۆت بے وایہِ یُپ
لۆکھ بیقل گےٚ دِواں تھۆپ یورِ شُپ

حوڑِ ہیتیٔ غزلن اندر دِنی نوم وبداکھ

مانہِ زانان چھِ وبداکھن ہنٛدی شناخ

"آکھ ژٕ تھوٕ تھم وَچھس ما پانہٕ آکھ

ژٕ چھھم یارو گوٗمُت کوتاہ یلاکھ

چھِم نہٕ ووٗنی عاشق پننٮ پرٛزنتھ ہرٛکان

چھم نہٕ پانس روٗزمٕژ پنہٕ نی شِناخ

باوِٕگس انسان، انسانس یہِ کتھ

گوٗژھ نہٕ انسانس کرُن انسان ہلاک

پھیرِ سمیٚک قرنہٕ وادن ہُنٛد وُچھتھ
نٲجیو کینژَن گرٕہن ینہٕ ماجہِ زاکھ"

ژوٚر گٔے راتس دوٚہس بارو دِوان
ژٕ ہنٛدِس دأدِس چھُ کُس سأ کن تھوان

بازرن منٛز دُنی ہیکمن لیلام گٔے
آس کٔژھ معصوم ، کٔژھ بدنام گٔے

مُنٛزلے زاہ وُچھنہٕ نخقے گٔے پکان
گٔے پٔنٕنۍ دُشمن دوہے پانے بناں

بٕہنہٕ گۓ ہٕہی تھے زِ ٹھۄلن پھَہہ تہٕ لۆگ
وۄتھنہٕ وٕتھی تتھہٕ کٕنز، وُپھن تامَتھ تہٕ لۆگ

ألف بے اڈِلیٹھُک پٔرِتھ أسی نج بنے
کھورِ پیٹھ أسی تالہِ تاں کج مج بنے

بے کسا کاشہہ وُچھ، تہٕ تٔسی پیٹھ راج کۆر
خانہٕ تمٔی سُند گُل ہُمے تاراج کۆر

پرٕدٕ کۆر دار بن دُپہرس راتھ أئ[1]
اۆش اَپُز مَپزٕ بے ۂرِتھ وٕہراتھ أئ

[1] کھڑکی کا پردہ کھینچ دیا رات ہوگئی (اُردو شاعر)

بأژ وُچھنَے لاجہِ یارو کرِنہٕ سُٔزٕ
گُٔڑٕ بوٚ ءکتیٚ اَسہِ زٕبن تہٕ آسن بوٚ ءکرٕش کُٔرٕ

شوٚنگی تہٕ شوٚنگی تھٕے چاۓنٛڈ تھٔوی ہیوٚرٕ رُگن کُٔرِتھ
دوٚپ غذا وَسہِ آسمانے یِڈ بُٔرِتھ

وَتھہٕ ژٕتھ سیٚز رٕچ پکاں ہوٚل ہوٚل چھِہ أسی
پَہلہِ روٚس وأران نیرٕیک کھیوٚل چھِہ أسی

ووزلہِ کنٕی ژوٚنٹھن کڈان دوہدِش چھِہ ژوٚپٕی
گوڈٕ برٕن باغس أتی لاگاں چھِہ ژھوٚپٕی

کأنٛسہِ گۄبرس خوتنہٕ کۄر دعوَتھ دِژن
حسدٕ بی أنی کورِہن پأرٕنی ہیٚژن

توژھ ، أڈِرج ، نأرن ، رگن پیٚٹھ سال کۄر
سأر مژھِ ہن أنی تہٕ پنہٕ نُے میادٕ بۄر

کأنٛسہِ وقتن ساتھ دیُت حأکم بنیٚو
حسدٕ کٔنی دوسہِ بیاکھ کھۄت پٔتی کٔنی سُہ پیٚو

اکھ گرِس ییٚلی کھۄت ژُپنجل گو ٹکان
شہسوأری ٹرنہِ پیٚٹھی بیاکھا کران

تھوٚد پہن وُچھ شُملہٕ کوٚر اَسہِ زندٕ باد
کھوٚرِ پیٹھ سُہ تالہِ تاں پاینٛدٕ باد

گاڑِ وتچھِ وتچھِ نیہِ لُکو زالَے رٕٹتھ
لینٛزٕ بی ژوٚلی روٗدی پانس کِتھی بُچِتھ

سریہِ یامَتھ کھوٚت تہٕ صُبحس شام وۄن
تاوِ تلنہٕ آیہِ تُتھی آرام وۄن

شوٗبہٕ وٕنی ماداں غلاظرٕ ستی بٔری
جنتہٕ چے ییتھ وارِ جہنمی ہنزٕ گٔری

وونٹھ ڈیشتھ زورِ پوٚر صلی علیٰ
آبہٕ پھیرِن ووٚن یہِ گو آبِ شفا

شونگر آبس منز بنوو مَنہٕ واد سون
ژھور ارکھولس چھِ آسان ہٕتی گون

زون اَسہِ گو تھیرِ منز آسان چھُ گو
کلہٕ وُشھِن ہٕتی اَگھبو أسی دیو بنو

روٚے روٚ نگمُت کاٗنسہِ وُ چھ دوٚپ گوٚ وملنگ
دوٚپ یہِ گوٗسے یُس دِواں شیرن چھُ ڈنگ

والہٕ ناوان جنتہٕ چھُ بُزۍ مٔتی گگو
پانہٕ ترٛاوان تار گو مٔنزۍ چھ وُڈو

نۄر شولان چھس بۄنہِ اندر رآٔژ منٛز
زوتہٕ ناون چھُ کۄیمن وٕہرآٔژ منٛز

یۄلہٕ لُگو وُپھنوو اپھروٹھ گو ونان
ٹُچرٕ تٔمی ہٕنٛز گٔے بِلتھ پٔز داستان

ہاے کٔمی نِیہِ مارے ووتھرآوِتھ دلن
پآرٕ زانٕے مٔٹھ گُلن ہٕنٛز بُلبُلن

کاںٛہہ نہ واتان کأںٛسہِ کیٛنہہ تِم رشتہٕ پھُٹؠ
زِندگی ہٕنٛدی دوہ نکھو واٲنٛی چھِ دُرٛؠ

بایہِ بوئَ باپتھر چھُکھ مار ژھوہ
وورِ تھٕر ؤنٛی ؤنٛی کرے بو ہو تہٕ ہو

لۆٹھ تہٕ لٔٹھی کجہِ روٗس چھِ أسی پانٛبن گِنداں
آب مندٕنکی گٔیے سجاوان أسی دُکاں

گُری پڈٕر آکھن دِواں سجدٕ چھِ گاہ
تیہٕ ریٛشبن چھِ دِپان راکھُسی پگاہ

کالہٖ علمن یَزتہٖ چِن کھالاں أ ِکس
کاجہِ پاتالس اندر والان تُمِس

کالہٖ وُپھناواں أ ِکس ، رہبر بنوو
کاجہِ شانن کھُتیٔ تُمِس سُہ خَر بنوو

ڈُنی یہن وُچھ أسی چھِ کارستانٔی کم
گۓ نہٖ زاہ زاناں دوٕ پر کم سائٔنی کم

نیٚتہٕ ٹر اَسہِ بۆزی گو پزُرک گُمان
سایبانس دۆپ یوٚہے گو آسمان

دۆپ سمندر گو یہِ وُچھ ییٖلی آبہِ سَر

گئے خیاٲلی پٔرۍ یہِ پٔتھ ٲسی دربدر

تالہِ ہیۆر تامَتھ تھواں چاٲرِتھ چھِ نَس

ہاو باوَن ماٲرۍمِتۍ ٲسی ٲبل ہوَس

ژھور اَسہِ کیاہ تام گُستامَتھ تہٕ لام

راٲو آزاٲدی بنے یکدم غولام

یوٚرِ دوٚن اوٚنگجن بناوے وِیٚ شکل

اورِ وولگھ ٹاس گئے عقلے بقل

یوٗرٕ کش کوٚڈ کانگربن اَسہِ ہاٚو ژَکھ
اور کوٚر سینن پرٛیٚن گولبٕ کووَکھ

نار گرٕ کے ژانگہِ دیٛت پنہٕ نِس گرِس
غاٚر کیاہ درکار یِیہِ خاٚرِس شرِس

پنہٕ نوٕ ے ییٚتہِ تیوٗت کوٚر پنہٕ نمن شَلکھ
آسمانن پیٹھ نٹے ساٚری مَلکھ

دار دِوداڑک سبٹھاہ محکم تہٕ دوٚر
پھانو ییٚلی پنٛز پنٛزٕ زن چھس سوٗر

گاشہِ رٔستہٕ وۆن توٚہی أچھ گاش پِھو
وۆن کمن چارٕن زِ تُہہٕ آکاش پِھو

لورِ ہن ژھارے زِ ڈکھراوو پگو
سرپھ ہن پلنأو یارو دوستو

مِتھر زأنِتھ یسی کرٕ اتھواسہٕ کتھ
شٕتھر لچہِ واٹھا گٔرِتھ ہیوٚت تٔمۍ تہِ پتھ

رَتھ ہٹیٚگ وۆندٕ ہم مےٚ زبِو ٔستی یمو
ژٲیش ما دِژ ہم نژ ہرِگز تِمو

کھش گٔرِتھ لتس زُوکڈُن مطلب چھُ ژھوٚٹ

شرٲکھ چھابوزان چھُ ہوٚٹ گُس گُس چھُ لوٚٹ

جأنٛ یارس ڈالہِ یوٚد ٹھُلہٕ بوٚک تہٕ نو

بیٚہِ أندری تمٕ تورٕ ذِلہٕ بوٚکہن پِلو

داو تیٛوٗتاہ ووٚتھ زِ تتھ طوٗفاں بنیوٚو

لُٔج دِنَن موٚس تہٕ سورُے گُل اَلیوو

گرٛو نکھینن پیٚیہِ کاد گولربن لأے گیٚل

قرض خاہن ہُنٛد تہٕ ووٚتھ بیٚیہِ پاسہٕ ژٕل

بد کوٕکر رٕچھ ٹھۄل ترٛاوُن پَر گرس
ہۄل ہالے کرنہٕ آیم پیٹھ برَس

خۄن چیتھ کینٛہہ پِش تہٕ مأنکن ژٕر بنے
ہیر ژٕھر آسِتھ تہٕ دأنِش ور بنے

پوٚش زأنِتھ سویہٕ گُلشن أسی سگ دِواں
یارِ ژٕڈ ژٕڈ أسی چھِ کیکر کُنڈی بواں

نوجوانن خود کُشی ہٕندی دِتی سبق
گُرنہٕ اَسہٕ موتس حیاتس منٛز فرق

دِؤ پ یَمن شاہیں بنیو، کوتر بنے

شیرِ نَر بنۂ ہن مگر یَم خر بنے

شاخۂ نِش یم لاُوی تھَو اَسۂ گُری الگ

موٗلۂ دیُت دڑوتےُ یَمن تۂ پتر سگ

•

رہنماٗیی ترِٹھ کرِکھ بے راہ بنے

پیتر خود سر از چھِ تِتھی ما زاہ بنے

چھکھ نۂ مولوٗے کمو ہیتی کنِ کمَو

ذہین بچارن ہۂندی تھاوٗمتی گرِو

راتھ دوہ ژھاراں چھِ یم ووڑی بے خُدی
زندگی ہُنْد مقصدٖ ے بے راہ رُٔوی

پھَہہ دِژو أنزٖ ی نوٖ ٹھُلن چکچاوٖ سان
گےٚ گربدن ہٕندی پوٚتی الغاےٚ زوان

کوکر ہیٚچھناواں بطخ پوٚتن تچھن
تِم پکھش آیکی نہٕ زاناں زیُن مرُن

شال اَکھ گب اَکھ تہٕ بیٚیہٕ اکھ ہاکہٕ ژَر
تارِ پے تارٕ ڑی دوٚہے اَسہِ در سفر

گوٗری کھیوٚل ہکھرن تہٕ ہکھرٕن کانٛہہ حد
تیرٕ کھیوٚل پھنڈریٖن گٹن لوٚگمُت چھُ مَد

مأدیانو ترأوی مأدانہٕ منڈِتھ
گُرٕ تہٕ کاتر خر تھٔوِکھ پھلوا گرِتھ

شکلہِ رٕنز مُجہِ وونٹھ یا أسی برگ نے
بوچھرِ رٕنز ہاپت بنے یا سگ بنے

گأمی ین ہنٛز عقل نی ژوٗنٹوٕ ژہتھ
شہرٕ ین أسہٕ نہٕ گُس نیہِ ہکھ مُہتھ

قاتلو بیہنوو مسیحاؔ چھِو أسی<br>
کارِ بد کرِؤنی بنے سأری ؤلی

تیمی ڈینگج الرأو تمُو یِیتہِ شور ٹُل<br>
شور ٹُل تمُو تیوُت گویا گو بنٹُیل

قاتلن لأ گِتھ مسیحاؔیِی پَلو<br>
کس منگو انصاف کتھ دیس ژَلو

کھوورِ ہرِ پپٹھ تُج تہِ ڈیچھنس لأج گُر<br>
انقلابا کوُر یہِ تھیکہِ ؤنی کأم ئُر

پۆز قہٕرکی رٕڈی تہٕ کم تصویر وٕتھ

رأوی متی اَسہِ پاں پنہٕ نی آے أتھ

پَر گُرِس ییٚلی کھٕتی تہٕ لاکم آیہِ رٕٹ

کیٛنہہ قدم کٔڈی پیٚیہِ پتھَر کلہٕ ہیٚر پھٕٹ

ہاے ووپروتٕلی تہٕ پھٕری أسی پانہٕ سے

پَلِ ثٕلان گٔے لأے پنہٕ نِس دانہٕ سے

نار گَرِکے ژانگہِ دیُت پنہٕ نِس گرِس

غار کیاہ درکار یِہ خأرِس شرِس

وُچھ جگر گوشن ہُنٛد ے اَسہِ رَتھ تہٕ اوٚس
زول اَسہِ پانے پنُن جنّت تہٕ اوٚس

کٔری مہٕ کاکس پھٔری پنٕنۍ اتھ پانہٕ ہے
گوٚژھنہٕ پنُین ڈیشُن یہِ وُچھ انسانہٕ ہے

ڈوٚنۍ واونۍ گۓ تہٕ کاونہِ گوجہِ گۓ
چھکنہٕ تتھہِ کٔنۍ آے زَن اَسمانہٕ پیے

رز ڈٔ زِتھ موکلے یہ کیاہ چھُس ورتِھُے
یوٚپ ووٚتھ کرتاں تہٕ شورو شر تِھُے

کوثشہِ پتہٕ واژاے سو خوتن پُلن
اشکہٕ گُلی گُلی ما ژٕجس اصلی گِلن

واے اَسہِ مُشرود بیٖہِ ہر کانٛہہ ہوَس
روپیہِ الا روپیہِ الا روپیہِ بَس

پانہٕ ییتہِ نَس لیکھ ایسوپنیٚ[ا] ژٕ کتھ
پان دیوٚ پرزنتھ ہیکِکھ ژھارکھ ژٕ وَتھ

"اوس گستامتھ پوتُل کوٚت تام نُین
خر اوٚنُن ژھاٖرِتھ تہٕ تُسی شانن لوٚدُن

[ا] Febble Aesopes

اوس لوّت لوّت یام باۂزری کَنز پکاں
لوٗکھ گےٗ تاۂظیمہٕ موجُب تَس نیٚماں

خر خرٕ ے گو زون یامَتھ تٔمۍ خرن
لُکھ چھِ یُتھ تاۂظیم ظھرا میے کرن

بوٗش کھوّت تس کوٗت روّٹ تٔمۍ چاو کیاہ
گو بِہِتھ مٔنز باگ پوّک ما اَکھ زراہ

ماۂلکن یٚیلہِ ژۂیِنۍ تس خر سٕنز خرٕ ل
اکھ شَلکھ کوّرنس ژٕجس ساۂرٕ ے مُتِل

عقلہٕ تاون گو پۄزُے یوٗتاہ تہٕ کیاہ

لُکھ خرس دِن سجدٕ اٚخر تی بنیاہ"

عقلہٕ تاوَن پیٚو خرس سُہ خار گو

آدمس ییٚلی پیو سُہ کیٛتھ خوٗن خار گو

عقلہٕ تاوَن زالہٕ لاکان چھُ سِہن

تاج کھیاواں چھُ کمن شاہن شہن

عقلہٕ تاوَن ہیوٗ تہٕ کانٛہہ تاوَن چھُما

یُس تہٕ پیوو سُہ پانہٕ زاہ زاٚنتھ ہیٚکیا

بونہِ تاران عقلہِ تاوَن چھُ مہُل
کادِ گاۂلی تور مُہلس بونہِ کُلْ

عقلہِ تاوَن گو سرُ پھ نیٚنگلِتھ گرشُن
پانہٕ کھمن ہُبُن ویٚہہ لُگن وہہ بأ گرُن

وق کمن شاہن شہن والاں چھُ پھوکھ
وق چھُ ئلراوان کم کم پرأنی چھوکھ

وق کمن راوَن تیٚلین مرحم کران
رأمتین آدم کھیٚلین رہبر بنان

کرالہٕ ژٔکرُک پھیرنُے ہےَ ہےَ ژھوکیو
بانہٕ کوندن ہُنٛد پٔژُن یکدم مٔکیوٗ

گرٹنہِ پپٹھ پھَل پھٔلی پہان گۓ پادشاہ
ٹھگَہ کران شاہٕی خزانن گۓ صفا

گولہِ کھیٚے سینن تہٕ تھٔرِ مژٕ لۆب نجاتھ
زہر پیالن وُن یہِ گۆو آبِ حیات

ہیٚرٕ وآراں گۓ تہٕ پہلمن رآو نےَ
گۓ وٕٹسی نغمے ، تمن موکلے یہِ لےَ

رایہِ نیٖری ڈٕدی قزٕق تیٖرے بۆڈے

پھٕلی کورٕن مالہِ نٕچ سَتھ وَتھ مُگے

کۆت سناگے خوش یِوٕنی تَم پرٛانی دوہ

فکرِ رۆس بے غم تہٕ بے پھرُک سانی دوہ

سوندرٕ وَنوٕنی رأژ اکھ مُستی تہٕ رنگ

سورمہٕ چشمو چُھن تہٕ چاوُن بے درنگ

اوس کینٛہہ نا آسنے ہر کانٛہہ اَساں

کینٛہہ نہ أسِتھ اوس سورُے کینٛہہ بیٹاں

رانٛڈگی ژٔٹ کھمبر ٮ۪ستی خالہٕ مٔتٕر

یخ تیٚخس ٮ۪ستی رٔلتھ گیوٚو نارٕ تٔتٕر

کنہٕ مٔتِس رونہٕ لورِہن پھٔٹرآو کٔمی؟

لہند ٹھورِ گوپھ تیٚشٕز لٔہرآو کٔمی؟

بونہٕ باغکی جن تہٕ پیتھ وَن کیازِ ژٔلی

کٔمی سنا نیٚوٗ پٔری یہٕ وَنوٗن سون مٔلی

رحمہٕ کرآجی بانہٕ کرٛنڈ ہیٚتھ کوٚت گٔیکھ

زِندٕ بٔڈ یٔڈ ہیٚتھ دلیلن مٔنز ژٕ چھکھ

رأوی اسہِ تالو کیرِین ہنٛدی کتجہِ اُلی
تندلہِ وُڈوٗنی أنز تہِ ہے ہے گےٚ وُبأٹلی

ستہِ وُت کیاہ أر کُجہِ تَل رووُمُت
نچہِ گُلہِ چھُس چھِٹہِ پلون مَل پیوٗمُت

کِل چھ ژھاراں بیرِ بیرِ ٹھوٗل کاہ
پأڑی اولے زول کمیٚ تَس خاہ مخاہ

ہائے کُٹیٚ لَن، موٗٹھ گگو گو دوستو
ہأر گےٚ طوطس وناں ژٕ أتی چھکو

ڈیشہٕ کُس؟ آکاشہٕ کِکأیا پکان
دوٚنٛ چھُ کُس کِکایہٕ کرمایا منگان

ہِشہٕ بیاربن نی مُہتھ بے وایہٕ وَن
کوٗت کھسن کمہٕ جنگلہٕ والن بیرِ پَن

از چھ بالَس پپٹھ ہران مِنہٕ مُرتہٕ اوٚش
از جلن قُمربن گوٗن تامتھ تہٕ موٚش

پینٛژ کانٛہن کارِ لٹ آسان گنڈِتھ
وۄوٚر ژھاراں تُلِر عالم تھو ژھنڈِتھ

واو تیُوتاہ ووٚتھ زِ تتھ طوٗفان بنیوٚو
ٲنٕج دِنن موٚس تہٕ سوٗرے گُل الیوٚو

اکھ تہٕ اکھ ٲسۍ کاہ" بنے ییٚلی وٕتھی تہٕ پٲکی
کاہ تہٕ کاہ ژوچہِ ہٕن زتوٗہ کھے تہٕ تھٲکی

ہاے دوہدِش ترٕبن تہٕ ترُوٗہن گٔیے پوان
گُنترٕہن ءستی شمارس گٔیے لگان

دوٗن دُو سأڑِس تہٕ سادس مٔنز پھٔسِتھ
ٲسۍ کمَو تامَتھ چھِ تھأمتۍ آورِتھ

أسی چھِ وۄنی ڈیشان دۄہدِش ساڑٕ سُتی

شامتو وۆل نال گئے اَسہِ کوکرِ پٔتی

نو ۹ بنو دیوٚ پان ڈیشو نوبنو

نو ۹ عدد یتھ جایہِ گو تتہِ رۄد نو

لار گُن یم دڑاے تہٕ لوہور گئے

لاگ لارٕکی دار لوہوریو تھے

ٹنڈٕ ہن اَسہِ تھٔو ٹنڈِس پیٹھ زٕہر ٲج

کوٚبلِچ کھٔری ناو در کشمیر ٲج

گے تہٕ اُنی اَٹہٕ بارِ سرحد پارٕ سوے
وارِ ۏوسوئے پانہٕ ہے اُجِ وارٕ سوئے

ساٗنی وَتہٕ ہاوک وتو نِش بے خبر
بور اَکھ اُکی سُنٛد چھ ساراں باٗر خر

ساٗنی افسر رُشوٕ بیمن نِش رٹان
دُخترن کِتھی زامٕتری تم مٔلی ہوان

لیڈرو اُسی چاوٕنے اَنہٕ ناٗوی دود
لوگ گیُن لکھ دیوٚ بنن تِتھی پاٗڑھی سود

نآوِدو اڑِ کھٔشی ئرِتھ اَسہِ تھآوی ۂٹ

وارِنو نانو بدل کیاہ تام ژٔٹ

مُقتدِی یورتھ ہیوّتھ دیٔت ہکھ نہٕ کیئھہ

بے وضو سانو امامو تھوٕکھ پھہ

وأعظو اَسہِ وڑن چھٔلِتھ زأرِلو سأ زیٔن

گاٹلو أسی کنکر ٹیکُ کھیأوی سیٔن

ریڈیو ، ٹی وی جہالت بأگران

عقلہِ قلمس گئے ژٹان دوہدِش زبان

علم پرناواں چھِ انپڑ ماشٹر
مندن گھٗتٕمتی چھِ سرونٹی بأر خر

گریستو دِژ بأزی شیطانس دوہے
مولہِ ہمنزٕ تہرکی فصل ہیتھ ژٲلی تمے

چھان تھاوَن چھانہِ کَج سانین گرن
سیٖر گوڈنچ ہٕج لگان اَسہِ دفترن

سأنی شأعر کینہہ نہس کیاہ تاں وناں
مانہِ روٗس لفظن چھِ بخشاں تم زباں

رێشہٕ ریشُت باواں چھِ لۄکن ژارٕ یَم
پرٕزٕ ناوِکھ ژۄرِ ہاپت نارٕ تَم

خبرٕ بے بنیاد اخبارن چھپے
سورٕ ٹاسَن بم بٕنتھ سورخی بنے

ہر اکھا پرٕ بتھ کأنٛسہِ گوگجہِ آپران
زیٛوٗن کٔمی ، کٔمی ہور کانٛہہ ما چھُکھ وَنان

ہر اکھا پرٕ بتھ کأنٛسہِ پیٹھ نارأضی از
ہر اکھا پرٕ بتھ کأنٛسہِ تاران بأزی از

ہر اکھا پڑٲتھ کأنسہٕ نِش آمُت بِداد
پڑٲتھ أکِس باساں پنُن کوٚرمُت جہاد

گٔرِءمتٮ۪ن گونہٕ ہن مشگان چھِس مغفرت
یِم چھِ وُنہٕ کرنے مُنجس توٗکُن تہٕ وَتھ

کٔڈی جہادس پیٹھ لُکن ہٕندی نوجواں
پھرٕ ہسی پنہٕ ننٮ۪ن کتھیٖ بنے دوشوَے جہاں

عیٖذ روٗستے ءکتیٖ اَسہٕ رنگنأوی کٹھ
ذبح کٕتیاہ گٔری تہٕ ءکتٮ۪ن ترٛوو پھرٕ ٹھ

ژرِ بچو وُپھ تُج تہٕ کھوٚت بوشا ژرٛن

جونٹھ گنہٕ کاژو تہٕ دِژ یکدم تمن

نیوٗل نب بییہٕ شولہٕ وُن سونتُگ فضا

آپرین، گاٹن تہٕ پٹہٕ ہارٛن دوا

کنٛ کمو تامتھ ، کمو ہیتٕ متی چھِ ملٕی

ماز ، رتھ ، اُڈجن وٹاں گئے تم روپلی

سالرٛن سادے تہٕ گنہٕ ین گاٹہٕ گوٚو

کٹھ دیاں ، تاون جوانی میانہِ پیوو

کونہٕ پیٚتہٕ نَس لیکھ ایرانٕچ دلیل

نیرِ دیو تِتھہٕ گئی تہٕ کینٛہہ ہیٚچھ نٕچ سبیل

"اکھا حکیماہ اوس ایرانس اندر

پھیرِ وُن راتس دوہس گام و شہر

دود دگ یَس ڈیشہٕ ہے دِیہٕ ہس دوا

پھینکھ، عرق، شربَتھ دواں اوس جا بجا

اوس تَس ہوٚت یوٚت پیوان یُن یا گرٕژھن

دگ وُچھنٕ گاہے تہٕ گاہے تپھ وُچھن

مرگزارو یِنٛی سُہ زاہ کرِ ہے گٔذر
اوس سُہ ژادر تھوان پانس بسر

کیاہ چھِ اَتھ حکمت پرژھُس أکی دوستن
قبرٕ ڈیشتھ کیازِ ترٕ ہران چھکھ؟ مےٚ وَن

تورٕ دۄپنس پزٕبتھ قبر زَن چھم دپاں
چھُس بہٕ یِیتہِ نَس چانہِ حکمت ہُنٛد نشان''

ژۄر زاہ گرِ ہِ نہٕ ژرالبوٗ شور ٹُل
کھوژٕ نأوِتھ نیوٗکھ آراما موٗلُل

تھوٚی سُلی ارنٕن تہٕ برنٕن تاأری دِتھ
گٔیے وۄگوٚ ہکنۍ کاکھ اَسہِ اندر اَژِتھ

نبہٕ دُب دُب گو برَس ہأنکل اَلے
سینہٕ دُب دُبے بیوٗٹھ پانس پٔنۍ ڈٔلے

تیُتھ سپُد نبہٕ دُب زِ حبس تہٕ ہوش ڈٔلی
دوٗر ژٔلی کستوٗری گٔیے اَسہِ طوطہٕ گٔلی

تیوٗت گوٚر نبہٕ نوٚژ زِ ٹانڈو شرمہِ گوٚل
ژوٚٹ تہٕ پرُژِنتھ ترٛووُیس یُس پوٗش پھوٚل

گوجہِ ہن ڈیشتھ نہٕ کھیٚنٛز بۆڈ امتحاں
کاٹھ بیار بن تل پھسے کم کم جواں

واتلو ڈاین گربن پیٚتہٕ راج کۆر
زندٕ زُو انسانٛی بَستن گاسہٕ بۆر

بے قرآری ، زنتہٕ چھِ ہر کانٛسہِ ٹۆنڈ
تژھ بیمآری لۆکھ پکہٕ وُنی بونہِ گونڈ

کیٚنٛہہ چھِ ہۆکھی ہتی تیتی گاہتی گاسہٕ تُلی
کیٚنٛہہ چھِ دودرٕ ہتی بُڈے ہتی ویرٕ گُلی

زَن ڈرکو نیوٗمُت ژٕہتھ روین چھُ رنگ

تومبہٕ چھأرتھ ہرأکس ماراں چھُ چرنگ

شال گئب ہبتھ ژۄل بٹھن وٲتھی لورِ دَب

رُستمو ما وۄن نبس زاہ توتہٕ بَب

رَتھ ہسأ ییٚتہٕ سارِنٕے رَتھ بانہٕ گۄو

زانہٕ سُے لیس گۄو زِ اَتھ کیٛاہ مانہٕ گۄو

ڈیشہٕ ہن یُس اکھ تہٕ یَتھ رہکایہٕ پیٹھ

یُس نہٕ آسہٕ پانہٕ ورونہٕ ناوِ پیٹھ

زِچھرٕ موٚنی اکھ نیوٗ تہٕ ژھسہٕ کَنی آو کوٚنی
ڈانگہٕ بٔدرس پیٹھ وٕتھن تولو نہٕ چھوٚنی

بوزناوَتھ کونہٕ بیٚتہٕ نَس بیاکھ کتھ
اَنہِ گٔٹس منٛز دِیو لبو ننہِ وانہٕ وَتھ

ژھالہٕ ماراں ہوٗنی جوراہ مےٚ وُچھم
أڈ کرجہِ ہن ڈینٛٹھک تہٕ خوش سپدییہِ تم

أڈ کرجہِ ہن ٹکنگ سپُد دوشوٕنی ہوس
مٔٹھ تِمن یارٕ ز لُجھ گربکھ ہٕش رَتس

تیڑ ہاۏکھ ژ ے أ ےکس اَکھ چُھی ژھنکھ

ژۏپ کڈاں گئے اَکھ أ ےکس تیڑاہ ژۏکھ

زور وَر یُس اوس سُے گو زورور

زوڕ سُہ کمزور اکھ پوُن پتھر

تژھ کجہِ نَس تیڑ بس اڈ مور گۏو

طاقتے موکلیوس لُٹ موڕن تۂ پیوۏ

بیاکھ گربزۏن ہوٗن پیوو وآتتھ اۏتن

زَن جُژل ہاپُت سُہ شکلے ہہہ زَن

ہوٗن یُس اَکھ پیٚو وتہٕ تٔمی تٔسی ژوٚپی کڈِن
اَسی یم تَس زور ، تٔسی ہاوٕنی ہیٚتِن

ہٲری مٔتی پھرِ اُچھ تہٕ زَن وٕنی نَس یہِ کتھ
چھا یوٗہے انصاف؟ چھا پرزِچ یہِ وَتھ

تورٕ دوٚپنس آسہٕ ہکھ ژٕ زورور
چانہِ طرفہٕ ہاوٕ ہا لڈٕنچ ہونر

ہوٗنی کتھ تمثیل انسانس وٕنی
گژھ سبق ہیٚچھنٕچ پٔتم صورت بٕنی

رٲنۍ مانگے ٲسۍ مونڈن نِش گٔژھے کران

پننہِ بدلہٕ بأے سُنٛد گٔژھے دَم بران

گوگجہِ یُس کانٛہہ اکھ بٔیس گو آپران

پانہٕ چھلنَے مُج چھُ ننہِ وانہٕ کھوٕان

لٔر کھنٛبس تیٚمۍ زوگ سُہ رہبر بنوو

شوٗبہِ ہے درباں بٔنن افسر بنوو

ہرٕنہِ پاوِ ژاو ژھأرٕن ہٲسۍ برن

بدٕل باشے گے مٔشِتھ جاناورن

پیٚش ہن ہن گٲج پٔنٕز ہن ژٔج نہٕ کیٚنٛہہ
ناوِ وِروِنی ناو گٔیے بوٚڈھ ٲج نہٕ کیٚنٛہہ

گوشرٕ پان تَل تَل زمیٖنس سانہٕ سریٚہہ
کیٚنٛہہ اگر وۄپدیو فقط وۄپدیو ویٚہہ

بأ گران گٔیے أسی تہِ سُے وہہ پانہٕ وٲنی
أندرٕ نیہِ وۄتھرِتھ سو مأیی دٲنی دٲنی

شالہٕ کاکن سال یییٚلہِ شالن کریاو
تتھ مچانس پٹھ تِمو میادٕ بریاو

زۆرِ اۆن لشہِ تیۆنت تٔمی تتھ ژٕکھ دُٚن

نار ییٚلہِ چمکیو وتہٕ شالو ہیۆت وُدن

ڈٕدی ہسأے ہے شالہٕ کاکو چارٕ کر

''نارٕ تیٚنگلن پیٹھ پھرو تُہی بیاکھ لر''

شأج ووٕنی پرٕسہِ ہے تہٕ زبٕ ہس شالہٕ ہن

نُند پرٕژھِ ہس حال وَن احوال وَن

داں کھہن منٛز گِل تہِ نٔزی دِبو نیرِ ہے

پۆتی بۆک ہتھ بیرِ بیرِ پھیرِ ہے

ژیوٚ ہ زٕ ژِہی گِھی ریوٗنز ٹھہراوے قدم

دیٚو زمیں الہِ ہے نہٕ، وق سمبالہِ دَم

اوٚ برٕ پھمب پھوٚتی پرٕدٕ ولہٕ ہن سنگرن

دیٚو تہٕ جن اٗنی بارسس جودو گرن

پنٕد چہِ ہنز اکھ ژھال وُچھ ہے سون ڈل

پاڈٕ پلون کاسہِ ہے دوٚبِ باے مَل

گاشہِ موٚت آیو تہٕ اژِ ہے دارِ کنٕی

تراوِ ہے ترٕنس گُٹھِس نظراہ وُشنٕی

گنہٕ تہٕ کترٕن منز بچارس پاد پھٔلی

سون تاپُل یور ییہِ ہے ژھایہِ ٹلی

راوِہے ، لبہٕ ہن تہٕ تھوٕ ہن ٹوپہِ تَل

ووتھرٕ ہس عاٗرق تہٕ کرٕہس مورٕ چھل

پوشہِ پھوٚتی چھکراں وتن واوو ولو

لولہٕ شیٚچھ ہیتھ بالہٕ پٔتی کاوو ولو

بُلبُلو اپزیارِ ییہتو دارِ پیٹھ

کاوٕ پٔزی یاریو یِتو انوارِ پیٹھ

سونتھ ییہِ ہے نیرِ ہے چلے کلاں
پوش پھولہِ ہن پھیرِ ہے امن و اماں

آس ما یِژھ نظم ڈٔنۍ مژ کأنسہِ زاہ
کانٛدس مےٚ مُژھ پرن ووٕلےٕ نہٕ کانٛہہ

ژانگہِ زوُلُم رَتھ، گوٚرُم سونہٕ دورٕ کن
گرایہِ دِمہٕ ہا کن مُہتھ نیوٗ قسمتن

اوس ٹٹوٗ واٗلِس أکِس خر پلنہٕ روٚس
بہہ خرس ژوٚل ہتھ تمُٕس گو پلنہٕ درس[1]

[1] آں یکی خرداشت پالانش نبود
یافت پالاں گرگ خر رادرربود (مولانا رومی)

زنتہٕ کوکرن پوٗنسہٕ ہن بٔرٕمژ کنس
شک چھُ کیاہ شہزاٗدی میأنس زینہٕ نَس

پانہٕ کتھ کر موختصر بس اٗس وَٹھ
جان گو ژھو چرے تہٕ قلمس زبو ژٕ ژٹھ

کتھ وٕنتھ یوس ، سن تہٕ تتھ ما کوتھ بنے
کتھ چھِ یوس بیاچ ژٕ سَن کتھٕ گٔنی ننے

دۆپ متمن ہُندُ ے چھُ ناجی چون دۆپ
سُرٕ پھلی دیو لگہِ بلاین اٗسہٕ تھۆپ

گوٚژھ نہٕ ووٗنی نازِل گژھُن بییہٕ زاہ عذاب

فہم گُن واللہ اعلم بالصواب

(اند) ۱۹۹۶_۹۷ء

# گرایہ

# پوٚت ژھاین ہٲنز

ناگہٕ راد (۱۹۷۲ء) پتہٕ ناجی نہِ

شاعری ہُنٛد انتخاب

"چھُ ناجی یُن قلم

یہِ کتھ چھِ لُکھ دپاں"



# راتکی لۆکھ

نوٕ زمانہٕ بروٚنٹھمہِ کٲشرِ ہُنٛد

ع غ عکس

ناول چہِ صورتس منٛز

سدابہار کردار

سۆم تہٕ سۆتُر پلاٹ

نأجی یُن گوڈنیُک ناول



# باشہِ

# شُربن ہُنڈ ناآجی

## شُربن ہنڈِ خاطرِ لیکھنۂ آمرؤ

## ناجی ءِ سنز گُلھم شاعری



# میآئی فسانۂ

## ناجی منورنمن افسانن

تۂ

## لیسے ہن ہئژ سومبرن



# اظہار

پُرسان (١٩٩٨ء) پتہٕ لیٚکھنہٕ آمتمن ناجی منورنن

تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن ہنٛز

سومبرن



